پوُترہ بوچھہ ژچھ کوچھہ رچھانو
تھہنہ پیت تہ ژتنو سیت کرہمس شرانہ
ٹاچھر سوآشچر ونت بوکوہ زانہ ״
سوُنہ جالارہ مُخنتہ اُو رانو
تیوُت چھُوہ نہ آکاشہ چندرمہ یہ زلانہ
مُخنہ قُل سہ دای ڈبہ والنجہ کرانہ ״
درشتہ زندگی پراوانو
ساس ساس کامدینہ برہمن دیوان دَنہ
ہنگ پیر مخنتہ جرجر ژردودہ بانہ ״
ہنہ ہنہ یَس چھہ دیو مانانو
موہ بُڈہ اندہ کارہ کوتہہ چھُوہ زانانہ
مانہ یُس زانہ تت تہ کونژاہ آسانہ ״
ییتھ تیزہ بوتہ تہ روزانو
ییند رازہ امرت دودہہت واتانہ
تتھن گورن تتھی گُور پیزہ ہانہ ״
سدرچ گوُریُسہ آسانو
دنہ دنہ ژندرمہ زن آیہ بڈانہ
کائی تُس رُوپہ ہنز لرزن سیدانہ ״
زکتس آس گاشس دیوانہ
ناردجُون یلہ زانگُس لیچھانہ
ونِ دتہ ون دتہ بوونتہ زانانہ

توہ کِہ دیوی زنس آیہ پانہ
اتھہ پٹ اتھہ چھس للہ وانو
ژندن منزلس آسس الرانہ
ڈیلش ڈیلش موُکھ تس مخلس اوش ایوانہ
ییندرہ گوُک سندر نہ آسانو
امرتہ میہ اُوٹھہ دود آس پھیوانہ
برہ ہی موُل ماآج گوُک شادرانہ ״
پثرہ پثر وثرہ سوُنہ رُوپہ سانو
دیوی تہ دیوتا منہ تس سوُرانہ
دنہ کس روزہ سوی نیب نشانہ ״
اُن کنوی دن تہ رات مانانو
ناردجو اُوس دُورہ دُورہ روزانہ
شیوتہ پارہ وتی ٹوُٹھہ تس جان وندانہ ״
ییتہ گورپانہ وان ورتانو
زکہ ہنزہ ماتا دود آس چھیوانہ
للہ وان گورتس گورتس ونانہ ״
آیہ دھرمہ مای چھم نہ مشانو
سریَس اُوچھہ اُوچھہ نہہ تت فولانہ
یمیوشہ کنہ بوز پُورہ نین لگانہ ״
اُوچھہ اوچھہ اچھہ اُوس موُرانو
زاتوک اُوچھتی فل اوُس ونانہ

دانس پزہ ہیو دیوُن دا نو
پادَن میٹ دِن پھہ سادن ارمانہ
کرشنہ پادنتہ نیم ہردہ تہ روزانہ 〃
سُوی ماتا پھک ورا نو
ست زن چھس ہردہ منزِلس لدانہ
ترہ کارن لیس پھہ کہارہ شویانہ 〃
ہرنہ سند پاٹ ژہالہ مارانو
رتن زہ کنہ تی آس کنہ دارانہ
قند آدشُو مندہ چھس دند تہ زلو ژرایانہ 〃
دلوتس سیوہ نس کانچھا نو
پکہ نس تہ کوکلئی پیر آس تراوانہ
نچھر رُت رُت ساعت ہت ایوانہ 〃
دن سُورِہ تمنا نہ سُورانو
گندھربہ لوکہ پیٹھہ گیت آس گیوانہ
ہنہ ہنہ ساری سو درشن پراوانہ 〃
تنہ منہ سُوی دھیان دارانو
گرگہ سمتا یوز بُڈ گرنتھ آسانہ
یی کتہ بوزتی زیو پھی ونانہ 〃
گانٹہ چُھوک نہ نوہ سیت پوانو
نگہ ہیم تہ زگہ منزِہ آسہ ہا ٹھکانہ
کُونہ رچھہ کتھہ چھی سنزس شرپانہ

گنیانس یُواگنانی چھُوس نہ داتانہ 〃
یم پاد ہردہ لُوک دارانو
تپ زپ جاگ ہُوم زگ ژئی کرانہ 〃
دیوی نام اتھہ نامَس پِھہ ونانہ 〃
مابابہ منز پھس للہ وانو
ویرہ رُوست ہارزن کتھہ آس کرانہ 〃
ہرچیت دودہ کُوی ہرچیت کرانہ 〃
ہیچہ ہن تہ زِ دِ پھک نہ ایوانو
شرگر دارِہ دیوہ کنیایہ ونہ تاوانہ 〃
ریوان نامہ یوز بوز نبہ پوانہ 〃
بوتزات رات دن زانانو
کُورین سیت سیت دارن گتدانہ 〃
زیُون اوس سارن زن تہ کُونہ مرانہ 〃
لُوت پریت پژ پریت پاوانو
تنکہدیو رادابکہت اُوس آسانہ 〃
پُورانس نوہ کیہتہ چھوتہ تورانہ 〃
تت کیاہ چُھہ رادکایہ ونہ وانو
کھما مورکھس گاٹل چھہ کرانہ
پاٹھ پُوزایہ کتہ مورکھس ئی جانہ 〃
ونہ گُس چھوہ تیُت سُہار ویاپنو
زت دیمرشہ دفت مانہ بھگوانو

پرماندہ ماندہ کتہ روزانہ | بندہ گیہ زن تہ بندہ رُوزانو

بکھت کانچھانہ مُوکھہ ھنز گت ونانہ
ژرت دیمبر شہ دفت مانہ بھگوانو

#

دوہ اکہ باج تس ٹوک ٹوک کرانہ
ڈُوکھ زمکُ مشراوانو

〃 یمُی ناو آس زیوہ پیٹ ھیوانہ
رادھا چھہ گائیتری تہ ساوتری آسانہ

سرسوتی تہ لبس چھی دکھتانو
پرت گُولہ چی لیشٹہ دیوی سوئی پانہ 〃

بکھت زن چھس سردہ شکھتی مانانہ
نیتہ نیمہ تس کیاہ چھہ پُوزانو

〃 مارچ کُنڈلنی شرچھس پانژ پرانہ
جمنا یمنا گنگا آسانہ

ترپوری ایُشری تہ دکھتانو
ستی پارہ وتی اُمراوتی دنانہ 〃

تریلوک تس راجہ لچھمی تہ ونانہ
ماجہ زانمت دود چھہ چیوانو

〃 بودی چھی لسدہ لچھمی چھہ پرُوانہ
سہسرہ نامہ رلیف یُن یُن زیانہ

سامہ وید بنگہ نامہ گیوانو
شناھہ سندرس منہ منز پریہ ناوانہ 〃

گوُر بایہ نژھ لس کونہ چھہ ویژانہ
تچہ گیھژہ ھُس چھیوانو

〃 ترلیشہ ہژھ یژھ رژہ فل اُودھہ دونو
ساری چھہ دیوی تہ گندری آسانہ

شُرتہ باآژ دن تہ رات برانو
سُور شوکھ پانہ وان مُوکھ مُوکھ چاوانہ 〃

ستی سیتے ستہ ورشے واتانہ
کورُن سیت وژھ رچھانو

〃 سنگرمالن شُو ہئی زن فولانہ
کرشنہ جُوتہ وژھہت تورہ اُدس نیرآنہ

وتہ نیٹ پژھ یژھ چھہ میلانو
گژھ تم دُوشوی مہ اچھ گاش انہانہ 〃

رُوشہ رُوشہ تُوشان اک اکس ڈیشانہ
پرزہ ناوت تہ پرزانانو ،

〃 رُوشن ساری لوکہ وُژن روشانہ
نارُد تہ دُورہ دُورہ ونا وایانہ

سیتا لسنری چھُو گنز رانو
انزرت ہکہ گُس وبنہ آسہ ژژانہ

پرہیمہ بیت زدہ کیاہ آسہ ہی نباچانہ
زیوہ رُوست پرمانند چھوی ونانہ
گورگورُ شورُ تہ گور گورہ آسہ ژرانہ
پرمانندہ تتہ روزہ ہا سوکھہ چانہ ،،
سمسارہ نِشہ بُن روزانو
ڈیلش ڈیلش نار دُتہ دوشہ روست گچھانہ
بروِنٹ برونٹ ڈیو ٹھمت برونٹ درینٹ ایوانہ ،،
وڈھہ تہ گاڈُ پرٹھہ تہ کوہنہ گنڈانو
مُرلی بوزِ بوز شورہ آسن ڈلانہ
ننہہ ننہ گُور کنہ آرُونہ پھاوانہ ،،
مُرلی یلہ آسہ بُوزانو
ہانگل تہ ہرنی ۔ بیہ سانگل میلانہ
رادھا چھہ کرشنس ژورہ روزانہ ،،
دون ژھمن کنہ چھہنہ ڈیشانو
بسریہ چندرمہ روست زگ چھا پرزلان
نگہ ہس نیتہ نیمہ رُوزہ ہم سنہ دانہ ،،
کورہ چھنہ ماجن تہ دنانو
موہ مایا یہ نالہ اُدلموت آسانہ
دور مانتن نہ فیر فیر زن تہ ایوانہ ،،
اک اکس ہا ژد ہا ژھہ لاگانو
کورن شُر تہ کورِ شُرن چھہ ژہارانہ

زُوہ ناکونہ زہ آسہ ہا زانانو
ژت ویرشہ دفت مانہ بھگوانو
گورُ گوم یاوُن مِہ سُورانو
وڈھہ تہ گاڈُ گور گورہ گورہ آسہ سمانہ ،،
مرن تہ زدن وُن ونہ چھکھ ایوانہ ،،
دیشہ کالہ رستس چھو چھارانو
ساسہ بزہ گورکورہ شور آسن گندانہ ،،
دنہ کے کل تہ کٹ کرشنس گوندانہ ،،
اسان کونہ کونہ دَدانو
وڈھہ تہ کا مدینہ آسہ کاسہ کھین تراوانہ ،،
ویاس سنیاس نارد تہ ساس ملانہ ،،
گانگل نہ ممنتر کنہ آسانو
ہوشس تہ آس لوک کونہ کونہ ایوانہ ،،
یمن ہندہ پوژہ سوسانگ اُوس شوبانہ ،،
بھگوانہ روست پران اپر مانو
پورت دوہ یت یت سانگ اُوس لاگانہ ،،
ون ون سار کتھہ ونہ چھکھنہ روزانہ ،،
شور گندہ نا چھہ لوک زانانو
ماآل ماجہ مارن تہ پالیس نہ پیوانہ ،،
ہاژہ نتہ ژئ چھوک شرمہ روست آسانہ ،،
مندہ چھن تہ بیہ منندہ چھاوانو

چھانہ ٹھوک بستوو آسنہ روزانہ    ژٕرت ویمرشہ دفت مانہ بھگوانو

# لیلائی چیرہرن

## در تمہید غسل گوپیاں و آمدن سری کرشن جی و بردن پوشاک گوپیان

دوہ اکہ آو دکھنین چھوہ پوزانہ    جمنایہ آسہ شران کرانو
ژورہ ہت آبرن ژورہ چھوک روزانہ    ژٕرت ویمرشہ دفت مانہ بھگوانو
ژہران ہلس منز روژت ننگہ پانہ    ژورس عارہ چھوک نہ ایوانو
عارہ روستوی ژور اوںمت شیطانہ 〃    ژرس رستوی ژور چھونہ آسانہ
گرس منز اوپر نہ روزانو    اندرم ژور ونہ گنہ چھنہ ایوانہ 〃
ژور چھکنہ ونہ ژورہ نیمت ژہرانہ    دورہ نیرہ پے چھوک نہ نیرانو
ویہ ماژ ہیہ نی ژور آسہ روزانہ 〃    چندن کلس بیٹ مرلی وایانہ
آبرن تمن تہ دورہ ہوانو    ہوان ہوان تہ کھٹ کھٹ تھاوانہ 〃
کالہ شہمار چندنس نالہ رٹانہ    کرلیشنہ جو ٹھٹھ مٹھ سگرانو
عارہ روست عارتہ آرژر کاسانہ 〃    ژورما چھوہ لیس ژور ینہ نی ہوانہ
ثرطل تہ ما آسہ چھو رانو    رازس چھوہ لاب بیاک موچھہ آسہ مورانہ 〃
وار چھو کھنہ نتھ نہ زلہ نشہ نیرہ ہانہ    کنہ زن چھہ سنہ زن قٹانو
اتھ لس پرنام زیوہ لس نوتانہ 〃    بوز بوز بوزن تہ بیہ بیہ ہوانہ
ژراوت تہ مرش راوانو    ژورن دت تہ ژور بیہ وڈراوانہ 〃
انگیکار دت تہ بیہ دری ہوانہ    ہوان ہوان چھاوانو
چھاوان لوک بہار پانہ چھاوانہ    ژٕرت ویمرشہ دفت مانہ بھگوانو

ڈنگہ آیہ تمہ نیرت نہ زانانہ
شامہ سندرس رنگہ رنگہ آیہ ارژانہ //
لاگ زنہ پنہ نن بے گانو
دپنک رادہ یس گنہ آسہ ژہارانہ
گواہ روست ماچھہ ژور مٹہ خسانہ //
نیوہ نس چھوکنوی پاف آسانو
ژورچھوسنہ کینسہ ہندیانی پاسانہ
بوزہ یس میاکن سوئی لبہ سورمانہ //
تات کال مان ترادہ ایمانو
زلہ منز پمپوشس نیرہ زن فولانہ
یلہ اکہ بھگوان تمن تارہ تارانہ //
وارہ تس آمہ تاؤ نیرانو
پورہ دورہ نشہ آسہ واتانہ
موری کھورمر مختہ آسہ لدانہ //
سوربھل کر ٹک تہ سورانو
بیہ دور گیمژہ زلہ آیہ نیرانہ
ڈلہ ڈہک سو بھگوان جو دید ویدانہ //
لچھی سہرت گرڈہ واہانو
روزت نہ کنہ تس کو نسے ڈیشانہ
مایا برمہ بربھاتہ چھوہ نہ پوشانہ //
لنکایہ ہنند راج لبانو

ہندر آیہ اندرہ آیہ دزانو
داس پہ چھی اس چانہ کو نہ چھوک مانانہ //
شرم چھی نہ چھی شرن ایوانہ //
لوکن تہ ہانژھ آسر لاگانو
رادہ یس تہ تس چھی ساس پاف آسانہ //
لوکن زہ ہانژھ چھاپانہ چھوہ راوانہ //
چھوہ می اون ہانژھ لاگانو
ہاتھ جوڑت آسہ وتھدنہ روزانہ //
بات کیاہ آسنہ راؤمت لبانہ //
ملہ نشہ پان آسہ چھلانو
نارہ دراؤ سولن گوشنہ کانہ رو ست پانہ //
چھاڈیت چکہ چاؤ پانس برانہ //
ژورہ نیموت آسہ لبانو
سرہ گژھہ سرگستہ سورس ارمانہ
پرم آتما پرادہ آسنہ سورانہ //
تتھ پاٹھ یتھ آسہ لوزانو
شنکھ چکرہ گداتہ پمپوش دارانہ
نایہ کملہ نشہ برہمایس نیرانہ //
ڈیشان ڈیشان مشانو
بوشن لبت تت ڈیشن تہ توشانہ
راؤنک سوراون مارمت ڈیشانہ //

پاس تہ ناش گوگ شاپ آگ گلانہ
آلیسمیں دُوشہ بِرژرِ پرا دانہ //
سنہ بچ بہ کت چھہ بیاک آسانو
تتہ نترن کُن کرتمہ پاتیانہ
انر ژھلہ یلہ پان آسہ ہوانہ //
ژہاران تس لُس چھُوہ توتانو
آشچریہ مایا یہ ہُند یژھ ڈیلنہ
بھگوت مایا پرژہ ناوہ یژھ گنیانہ //
پرم آنندہ می چھُوہ بنانو

تاپہ بیتھ شین زِن دیگلانو
ونہ نِچ جای چھمہ ونِت کوہ زانہ
بنہ لیس بہ پانس سُوونِت نہ زانانہ //
نتہر تمن تہ آیہ اُولہ سانو
نارد جُوتہ اُوس نام تُت واتانہ
یکھتن لستندن تہ نِش لس واتہ ناوانہ //
اُوپای تُت کمُہ تہ زانانو
پرمانند شران دھیان کھتہ نہ زانانہ
سووندہ آنندہ گرشتہ زبانہ //

# لیلائی ہندی بزبان پرمانند سوامی

گیاہے جگ کوئی جانتا یاہی
جمنا جمنا پھر پھر مرنا
جمنا کمسا بن پران ہرتا //
کرلیشن آتما ہردہ گوکل رہندا
برہم اور مایا دو ناہی باستا
کیوں روندا کس کارن ہنستا //
بجیہ گنیاں باستا رکھ بالا
مرگہ ترلیشنا موکھ جگ کو آکھا
ڈھونڈ پھرے سب کوئی باکھا //

گنیان بنا پچھتا نا جانتا پچھتا ناہے
جمنا ماہی مایا کو پار ترتا
من کتنا ئن ۳ متھرا ہوندا
نارد ودیک سچہ سینا وندا //
سیئن وکھی ویکہ کچھ ناواستا
ورتی اور سنکلف گوپی گوالا
فیل پیو کھیل میں نندہ لالا //
آگ میں جلتا جلتا راکھا
جل میں چھایا پایا برکھنے //

اُوس پر پنکھی بیٹھ نہ سکتے
جاگت جگ میں جوگ پتے ہے
جیو ابیاگتہ اپہ گتے ہے
ہے کیا یہ ایک دُو دِن کا میلا
بُولنا کرنس کو اور کھولنا اکھیاں
پیر تھنوں پر راکھت دکھیاں
کیا دیبان پر گھوڑا ہاتھی
کرشن سلام اور نند وُہی ہے

مُورکھ چاہتا یہ گھر رکھنے
آکھتہ مایا شری پاروتی ہے
یہ ہنے کیا نار ہنے کا ویلا
آیو اکیلا پھر جا یو اکیلا
دیکھتا پیارا اوسدا گوپی سکھیاں
سبہ جگ میں اور اُوسدا ساتھی
یاد کرشن کا ملنا ماتھی
دن راتر رُویند رُوہی ہے

پرمان پر مانندہ وُہی ہے
کیا ہے جگ کوئی جانتا باہی

ساری تمہ تہ تس ونت کرانہ
ہت گوکھ رادھا یہ تام آسہ ونانہ
فیرن تمن تی زہ فیرہ نی رنیانہ
ہت رادکا یہ گوک وانٹہ چھکنہ فیرانہ
الیشر سُو مایا یہ چھاوانو
رادھا یہ پتہ پتہ یاد آیہ اُدچھانہ
یاد رٹنو سار اُو یاد سورانہ
کھورہ فل زہ آیاک لوسانو
زُو پار فیر فیر کُنہ چھیسنہ لبانہ
سورہ ڈج مژھ برانت زہاین گڑھانہ

منت ساسہ رنگہ ہیوانو
ژت ویمرشہ دِفت مانہ بھگوانو
فیران تَوی آسہ جیرانو
زانک نہ کوہ دیشہ نشہ چھوک راوانہ
دیشہ رٹنس ڈہ دیشہ آشہ ژھارانہ
ناد آیہ مُرلی بُوزانو
ژھاران لُولہ ہژھ مژھ گیہ دیوانہ
بیبتہ یادن تل مرتہ کا مانانہ
مُرلی آسہ دُورہ بوزانو
ژت ویمرشہ دِفت مانہ بھگوانو

مُرلی آلون آلونہٗ نیرہ ہانہ
مختہ لرہ چھاران اَشہ مختہ ہارانہ
سنیاس گئہ چھہنہ ڈیشانو
رادھا ڈیٹھک وَتہ پٹھ وَدانہ
پرژہس حال ونہ ہی چھوسنہ فورانہ
یُس وتہ تراوِت گژھانو
باک باک ودہ لس نہ واکھ چھہنہ فورانہ
چاک گییم جگرس آکھ چھیم نہ بلانہ
تُو شان بُو آسس تھئیہ کانو
ٹاٹھہ گییہ سس تہ مسہ آسس ہرشانہٗ
ونبوب کرِت گوم تام کوہ کوز رانہ
اُول ہی کونہ کونہ ڈیشہ ہانو
چھسنہ ڈیشن اُو دیشہ دیشہ ژہارانہٗ
پدلو سمِت ودود ژوٗ برانہ
برم یا سُپن سو دم چھہ مانانو
دیشہ رستس یدٕ چھوہ کونہ مکانہ
اہم تراوِت نہ سو ہم پرادانہ
وبا پکس کونہ چھہنہ یاپانو
ونہ ونہ فیران کرِشنس ونہ دانہ
ہیرہ بوزنہ ژہارت ہیرہ آسہ عمرانہ
ویشہ منز کینسہ یوس نہ میلانو

مختہ لرہ چھانگرہ گرژہ ہانو
منہ مشمرژہ ونواسِن پرژھانہ
مُلہ مُت سُور تنہ پان آسہ مارانہ
لُبہ مُت سُوتستہ وتہ راوانو
غدہ غدہ وانی شچھہ آسہ لدانہ
ونہ تراوت نہ گوم آسس پرارانہ
ساک چھوہ نہ اَن ہمت آسانو
پکان پکان کھور آم تھکانہ
نکھہ نمرتامی نکھہ نکھہ روزانہ
ٹاٹھس وُندہ چھس ونیدانو
اہنکار گوم دیوہ توہ چھم ہانہ
جسدانندنس بُودِس آسہ روزانہ
پراران چھس چھوم نہ ایوانو
یی بوزت نہ درابہ ساری فیرانہ
ویشہ نہ بابا یہ چھہنہ آدانت زانانہ
سِد بوز سِدی چھہ گژھانو
ژہاران جنگل نہ بیہ بیابانہ
اشہ روست ریش زن چھہ تس نشہ وانانہٗ
ہیرہ گیہ ویرہ ٹنگ منگانو
ورلات پژمتہ بسر لوکن پرژہانہ
بانسری دایان توہ چھوہ بوزانہ

# لیلائی گوپیاں منجانب سری کرشن جی مہاراج

ناتھ دیکھو کرشنا شیا ما پیتا ہمارا مرا لوکو
بازیگر نے بازیگری کی جگر ہمارا یارا لوکو

جس کا اکھیاں کملا نیائی
ڈھونڈت ڈھونڈت رُوندا رُوندا
بج بجکے بانسری ہی بجاوے
سُونا سوتوں آگ میں پاوے
ہم کو پایا جگ میں رسماں
اس میں کس کو آنکھوں پل پر
پرانوں سے بھی نا بچ رہتا
اُوس پیارے کو بچنا سارڑا
بات ہمارا سمجھو کوئی
بیچارا نکو رستنر گواچا
شامہ کلیو رشامہ کلیجا
پر اکھیاں بھی کالا ہو کیوں نہ
یادِ کمل جو لگ گیا رستے
نادِ سمجھنا اوس ونیادا
پُوچھو کس گل چھیڑ کے آیا
بہ کس اکھی منتھر کریگا
نا پیچھوں ہم گوکل ڈُوارا

کملا ہم کو بھی بنوائی
جل بیچ میں دوت دارا لُوکو ،،
بجنا سے بھی دورا جاوے
سُونا سُونا پارا لُوکو .. ،،
پریمیوں کی پھر نس کے نسیگی
کرلے ہم کو چارا لُوکو .. ،،
اُوس بن بچنا نا میں چاہوں
آکھہ کرا د گوارا لُوکو .. ،،
اُوسنوں بھی سمجھا جاؤ
کرلیوے بیچارہ لُوکو ،،
اُوسنوں کدہ انصاف ہُوندا
ہُوندا تیر سارا لوکو ... ،،
چم چمکے اُوس میں بج رہندا
بارم بارا مارا لُوکو .... ،،
رستے پر سب ساتھی اپنا
ایلا میرا چارا لُوکو ...
نا اس پاؤں کو دیکھو گا

مر جاؤں گا دُور پہاڑوں
ہم کو چھڑکے کس اُوپر
چل چل کے کس کارن آکھا
یہ کیا آشچریہ کیسا مایا
سیانے کیوں خوانے چھڑکے
آکھوں گا ہم نا کہہ رکھونگا
رسکے نستا اُوس کا ہنستا
بھوشن دے رادھا کو چُورایو
لیکے رادھا رستے چھُڑایو
بہُوہ واری اُس چور بنایا
اب کے کوئی تاڑن کریگا
نتر پرکاشک سورج سارڑا
ایسا سارڑا دیکھو لُوکو
وید پُوران کچھ ناہی جانتوں
پریم کرڑیا ہم سب سے نیارا
دوارکا ناتھ کو نالب کے میں
نادیوے وہ سودام درشن
ہو کے آدین چاہتا ہوں میں
تال بجاؤں نابل رہے گا۔
پرمانندہ تم جیت رہوگے
جگ میں اکھیاں کھولو دیکھو

راتر کے اندھیرا لُوکو..
منموہن ہُوا پیارا سارڑا
دس دیوی گذارا لُوکو..
بے پروائی اِتنا کتنا
راکھا لئے اوجارہ لُوکو
ناکہوں تو مر جاؤں گا
چوراں کا النکارا لوکو
چوراں دا ہے مائی باپ وہ
کیا ہے یہ اُوپہ کارا لُوکو
جدا[3] نے پھر چھوڑ دیا ہے
کر نہ سکے دُوبارہ لُوکو..
ہم کو نہ آوے دیکھن میں بھی
جیسا جگ میں پارہ لُوکو
باستا سچ جگ واسطے ناہی
کرشنہ بنا وہ سارڑا لوکو
سُودام سری کنہ کالا ہوں میں
کھاونگا پھر زہر گارے لُوکو...
دینہ دیالا کو سمجھاؤ
ناچن گے بچکارا لُوکو...
پیتا مبر کا پاؤگے پربت
جو کوئی آیا ہارا لُوکو

رادھا کوُرِن آس ہچھہ ناوانہ
بادہ ریشہ رُوست تس رِیش زن توتانہ 〃
وِنس منز ڈلہ دیوانوُ

کرلیشنہ جو گرادہ چھوُنہ یُوزانو
توُہ تس یہ منہ پر بہ تی آسہ وتانہ
دلِس یُوتہ ژہ کوُنہ چھک یُوزانہ

ژٕت دیمرشہ دفتہ مان بھگوانو

# لیلا

ہی گوندہ ہی گوپالہ ہی کرپالہ لالہ
آرت چھیٔ چاَن آرہ دنا کران
ہی مادَدہ ہی یادَدہ ہی دینہ دَیالہ 〃
گال پاف شاف سنتاف ترژر
اُولہ داس آس پاس چھیٔ پراران
اَتھ واس کرت گوپیہ تہ گوالہ 〃
نتہ وَنہ وِنہ نی منز منہ نی
کمساری چھک نہ سمساری
دَن باگہ تس لیس میلک انتہ کالہ 〃
ترکوٹی دیوی اور دیوتا آیا
پربھواب سب گل شوبہ کروِ سِد
پیارے نارکھ توسارڈھے ملالہ 〃
شدہ من تھاوُتم چھک بُودہ مے
ژمہ لِس وُندہ تس ژمہ ہیبہ نار
مشہ نس ادہ چھرہ کٹنے ژہالہ 〃

پَرہ مور موکٹہ اور کُستبہ مالی
مندہ چھنہ کے ناگہ رادہ منزہ شران
وائےٗ ویتا مُرلی منوہر
مُوہ مَد زَن جراسند تہ ششپالہ 〃
راس کھیل ویاس ناردُ تہ پراران
ژھایہ کوَہ روزتہ چھک ژہ وَنہ نی
پراران پرمہ چھی اَتھ ہت پیالہ 〃
زانہ نے بالہ کُس کم ساری
بندراین بیں بیندر آیا
سیوا کرنی چھی کران سالہ 〃
ہنس ہنس کے لنبا کس دیِد
ونہ منزہ اوُن کِتہ وین یُودِ میٔ
ہرہ منتہ کرتم ہر نتہ ڈالہ 〃
ژمہ شال زن آسہ یدُ شہمار
دوُر موروز تھنہ ژور موہاوِ

× چھوٹ



دُر دانہ دورِ رِچ کنتھ موژہ تھاوٗ
رازہ ہمسہ لاجب والہ واشے
مُوکلاوٗ آسہ یمہ سمسارہ زالہ
دوہ گوم لوٗست تہ ساتھا روز

اتھ واس موژرٹ تہ مو دم ڈالہ
تازہ تازہ موکرژہ شرٗ باشے
پرمانندہ نی وِنتھا بوٗز
بالہ گوپالہ اُ د چھتہ × گیمہ بالہ

ہی گووِندہی گوپالہ ہی کرپالہ لالہ

یہی وِنت ڈیوٹھک سو نژان نژانہ
پریمہ سیت مژِہ چھنہ اچھن پژانہ
زالو کنہ رُوٹھمت آسس منوانہ
دَدُن نہ کینسہ یاد آس تہ آسانہ
منگہ ہائی بُوتہ سشری نارالو
اَنت چھُونہ بھگوت مایا یہ آسانہ
ژھارت تہ گارت تہ لِیت تہ راوانہ
راتک تہ کینسہ یاد رُوزالوٗ
پریمی گتہ ہنہ ہنہ نیرہ بھگوانہ
بوتہ سُوئی پرمہ آنند چھوس ژھارانہ

اُد چھنہ نَس کُونہِ چھنہ وِژالو
ژرت ویمرشہ دِفت مانہ بھگوالو
تَتھ زن یتھ اُوس آسالو
گندہ نس رنگہ رنگہ ٹنگہ چھہنہ ایوانہ
ہنگہ تے منگہ روزتم سنتوشٹانہ
آبایہ تہ کیت چھارالو
ودہ ودہ یژہ کال یُوت حال آسانہ
نُوہ نُوہ باشہ یام نوگاش ایوانہ
تت تی چھ مایا گلالو...
ژرت ویمرشہ دِفت مانہ بھگوالو

## لیلا

ڈیشِ چھ ساری سُو پرم آنند
ریشِ سُورسُور رُود ارمان
منگان مُوکھت تو تہ روزان چھہ بند
لبموت سُو رُودمت تسارِ سیت
زگہ ہُند سُو یوگی تہ یوگیشور

تت کیا گرِشِ چھُو پرمانند
فیلشِ چھ اُوٹھہ تہ زیو چھکنہ سمان
تیہ زیہ لبہ نَس چھ ژھاران کیت
آدِہ انت رُوست سادہ نابہ نادہ بند
سارنی گورن ہُند سُوست گور

انتھس واتت اندے وَند 〃
ساسہ زیوہِ تُوتہ نس چھونہ پوشان
سیتایہ سان یُوس گیاوُ ونواسس
ڈاسک سُوراونُن شری رام چند
جسودا ماتایہ زن تہِ زِیاوُ
سُوئی لُس بُوتراژ لُوزرنہ پوُژ
کُورَوَن تہ پانڈون دِنہ سند پند 〃
یم بیتھ لب تم دُوپ پُورہ یوم
سُوئی لَیں ژھاران چھیس دل ترات
کھنہ ماترہ دیمرشہ نِشہ نسپند 〃
پانہ روزت لُس لبھان کیت
ژھارت لبکُ زن نہ رُوٹھمت اوُس
مندہ چھان زن سُودام اتھ ہت تند 〃
ژاندنہ اندرم تَب شُہلیوک
نِترن منز باگ وتھراوُہس
بیہ ییتہ ییتہ بہہ تتہ مستند 〃
رُوٹھومت ڈیوٹھک چُھک سیت
پرسن گیہ ڈلیشت سُودرشن
سن دت اس آو ژورہ ژُل قند 〃
وَستر بلت کُونگہ کا فوُرئے
آسک وُندس سآر ونده ہوُس ٹاٹھ
وِیدلس تہ بیہ شیشہ ناگ گیوان
یت کالہِ اُونمُت سَت ژت آنند 〃
لچھمن دُوشہ دِن روُز اگ داسس
سُوئی لُس دیوکی تہ گرلس آوُ
ژرنن لسندن کم لبُ زِہ اند 〃
شُورن سیت دراوُ رچھنی وژھ
سُوئی لَیں پوزان چھس نتہ نیم
روزت ساری چھ پراچھ یادَند 〃
تزہ کارن چھہنہ ڈلیشان ذات
سُوئی لُس روزت سارنی سیت
لبہ سُوئی لُس روزہِ مشرت گرند 〃
ڈلیشت برِت آک امرتہ بوُس
وُندس منز سِریہ وودئی پوک
گجہ راژ منزہِ زن چڈگیا چند 〃
مُنہ منز باغن ڈیرہ تراوُہس
تھکنس آمژہِ وُلہ سنہ سیت
بہار تہ وندس گوہ پیوتد 〃
ترلیشہ ہژہ نئُ امرتہ ورشن
چھَلِت بدن تِمہ ساسہ سوری
ولِت تنہ منہ درایہ یمہ سند 〃
ناردن تہ ،بیہ شکھدیون پاآٹھ

پڑدہ چھئے نہ گژھ بوز دشم اسکند //
پریمہ اگنہ زالِت گیان اگنیان
زانِت نہ کھوان تس تہ پایت سور
سندہ کرِ سوُے سندہ ہندہ کس ہند //
یان پُشرنہ روُست نہِ لوکینہ

مشرِت ماُل مآج پُشرِت پان
تراوت قبیلہ سارباند وتہ بند //
سوُئ درشن لیُس چھُوہ ژدِ واپور
وَنہ نوَسیتن نبہِ نوُ کینہہ
پرمانندی چھو پرم آنند //

# لیلا

تمہ آسہ کھاسہ باگوان
کنوَ ٹسنزِہ کتھ بوُزان
تنو دوُن پادن ملان ۔
تمہ پاد موکھس ساس متھان
تمہ چھِنہ ویکنٹھس نمان
روسَد تہِ چھِنہ مانن ویمان //
پمپوشس ہیو مینزہ اتھ کران
پریماُ رس چیت راس گندان
گرِہ تراوت ونہ واس گندان //
گاوُ پُژہ پنُ وژھ کران
دوُد چیت لوُکن مہوُہ ملان
برونٹھ کنہِ لس روشہ ژلان //
مخنہ نہ تت برُونٹ بیتھ ہکان
ہرشس یتراَس آسِ پوان //
ڈلیشت نہ پالیس آس پوان //

یمہ آسہ نتروُتس اُوچھان
منولسندی دھیان سوُران
حلب آئینہ ساس متھان
تمہ ناردتہ وسشٹ تہ ویاس متھان
تمبنہ گیمژہ تمہ نمان
منٹھ منٹھ اُو ٹھوَ کتھ کران
پیت طوط تہ مارتھ کتھ کران //
کھاسِن کرلشنس آسہ گندان
ژوُرہ دود چینس پژ وژھ کران
پریمہ ہژھ والنجہ وژھ کران //
ژڈن اندرِم سرھ ژلان
جمنا یہ پٹھ لتس سکھ چھکان
موکہت گیہ سک مخلتس تھکان //
دلوی ثبہ وَسِ وَسِ پوان
کُنہ کرِ نہ کینہ زان دھرم تہ دان

| | |
|---|---|
| کنہ کینہ تمہ پہاڑ پُوزان | گرہ بار تراوِت کنہ کنہ سان |
| زکانن یلہ واد کھسان | نرہ ویرن چھونہ شاہ خسان |
| ہرہ بُولن بڈہ واکھ سان | باوٹ گُل رُونیہ گوڈ وزان |
| راگھو راگھو بکہہت نزان | باغو تہ گُل بلبلُ گرزان |
| پکہ ون پنکھی کَن دِیوان | سینن تمن تہ زان سن دیوان |
| تم پانہ شِلہ واسن دیوان | رادھا ہت کت اند رُوزان |
| تتہ ہر یر آست اند روزان | کرلیشنہ جو یتہ تتہ اند روزان |
| پرماننددس وُندہ اُوزان | وَندس کرلیشنس پننُ پان |

وندس تہ نوُ بہار چھاوان
تمہ آسہ کھاسہ باگوان

# آمدن گوپیاں در خدمت سری کرشن

| | |
|---|---|
| پرت پرباتہ براندس پٹ آسہ سمان | گور شرُ تہ کوُرہ سورہ سامانو |
| کوُمل وانیوُ لتس وُزہ ناوانہ | ہندی زیوہ سیدت آسس تو تانہ |
| ہارِ طوطہ اڈہ کجہ بُولانو | زانموت نہ کنہ پریمہ دید آسہ پرانہ |
| رادکا چھ پانہ سرسوتی آسانہ | ییتھ پاٹھ چھس دوہہ اکہ اُوزہ ناوانہ |
| ویدن لتنڈئی انو گرہ آسانہ | سُوردی منہ چھس اُ زانو |
| بُوز وانن چھو سُوئی بُوزانو | یوُر بوز مایہ چھہ رنگہ رنگہ ہاوانہ |

ژرت ویرشہ دِفت مانہ بھگوانو

## لیلا

| | |
|---|---|
| جاگو جاگو جاگو شیاما پرگیا دیں | آوُ دوُدِ بلینے جانا یو بدن |

جانگنہ انگہ نہ نچ بچیاں
پہلے کرونگا گوپال پوُجن ،،
ناچنہ گاوتہ موُر چکور
پھولوُ لنکا مالا لیکے بوُون پر
آو تو پاو گل کھاوٗ مکھن
لوشن پاوٗ اور النکار ،،
آنگن میں جی بہیو پاوٗ پرساد
وڈ گھر گھر چھُپ چھُپ دی سن
سنکر شیر پکا سنکر ہے۔ ،،
منند نہ دُود ناپای سد
مَدنا رکھ لو ہم کو مدہ ناچن
سچ گَل مانو چھوڑ سب وَل چھل ،،
ماتنگہ ناہی میں کھیلوں گا
سکھیاں کو آکھ ناچنہ گاون
جو کچھُ بولو ہم کو بولو . . ،،
پرمانند کو لے چل ساتھ
آج سے بیچارے کو نارکھ بن

دوُد ناپیوُندا اگنیاں کچھیاں
پنجروں میں شوگا شارک اور
ہنسہ پیوو دوُد سب پیون
سب گوُپکا گوپ راکھ ندز
چر گیا سر پر چیرا دار
ناہی تو آوٗ نانگنہ نانگن
مانگنہ ملنے جو ناوے سوُاد
بر بر بانڈا گھر گھر ہے
پیا جوراکی یہی گھر بھرتہ من
مدنہ یہی مَدھ ناہی وَد
بچہ گنیاں کو کچھہ لیکے چل
اسی مانول تاری تُسی ساڑی من
رکھیاں برکھیاں کو میلوں گا
کملا موُکھ ہنس ہنس کھولو
ناچکتا ہی ہم کو نالوبن
ٹھور نہ سکے تم پکڑو ہاتھ
آوٗ دوُد پینے جانالو بدن

ونہ منزہ بوُزک سوتنہا چھوُہ واتانہ
گرلیشُن تمنتہ زنمہ زنمکُ آسانہ ،،
دوُد چیت سُو پرت گرہ نیرانو

رلیشُن سُو درشُن چھوُہ ہاوانو
گوُر شرتہ کورہ لُس پتہ پتہ لارانہ
ولُس تان اَتھ کوُنہ چھُک نہ لگانہ

واتِت ون دُورِہ دُورِہ پرزناوانہ
کیشو سُوبس چھوہ شیو توتہ نس رُوزانہ //
سوہ ملہ منہٖ ناوہ ناوالو
تُرتہ کُورہ وَتہٖ منزِ یامَت چھہ ڈیشانہ
یتہٖ لوک زانہ نس سانہ چھونہ روزانہ //
پیتامبر مُوکھ چھُوک خٹالو
اندرم شرہ تمہٖ بیوُن بیوُن ونانہ
کھٹان پان واتہ بندلن نہ ژٹانہ //
منزِ جنگلس وین دیوالو

ژور ژولمت سُو پوُر رُوزالو
ست سنگ سمواد ریش بُوزہ ناوانہ
لسندی ناوہ ناو لوہ سرہ تارانہ //
ژرہ نس سُو منزِ باگ ایوالو
یژھ پریمہ سیت سیت چھُوک ژانہ
تتی آست دریٹھ چھوک نہ ایوانہ //
دُوررہ پوُرر پراوالو
ژھاران ساری پان آسہ ماران
دن ون پانہ وآن ییٔ آسہ ونان

ژرت ومبرشہٖ دفت مانہ بھگوالو

## لیلا ہندی

اسی آئے توارٹے کنے شاما اجودھیا نگر سے
مکھ تا چھپا کر رکھتا کرشنا پیتامبر سے

من میں پریتی پایا — یا چک توارٹے آیا — واچ دیا ہے پیا
دیکھوں گا اب کیا کرسے — مذکورہ

یندراجیا بھو موہن — لاگیو سات دِن ورش — تم نے دارا گووردن
ست دِن کیا ست برسے — مذکورہ

برہما جو برہمن پایا — نج گائیاں کو چھڑایا — دیکھا جو وہ ولیشنمایا
مُڑ کے آیو ڈرسے — مذکورہ

راجہ یدُشٹر نے ہارا — لے گیا دریودھن سارا — تم دروپدی کا پیارا
جیت چڑھا اُس برسے — مذکورہ

تم کرشن تم شری بھگوان دینے کو لینے کو سمان دینا کیا بھکتوں پران

لیتا کمسا سُر سے مذکورہ

پرمانندہ کیا کروں لیہ لیکے کرشن کو ورُوں پانا کیا اُس ادہر وُل

جب کرشن دِن راتر سے مذکورہ

# لیلا

اُدتھوئی سہکیو سکہر دِی وُلِ
سُورہ مُرلی تھاوُ توی کَن
دُوبہ وا لُنجہ چھہم مہ فیرن
مُوکھہ ڈیو ٹھم پمپوشس زن
ناآل پُوشہ مالہ وآل گوشن
گٹہ منتر گاش ایندرہ تارن
مُورہ تاج دُت راجہ کورن
دلیو بُن یُن تُس چھہِ سیون
ستہ وادی سادست زن
شانہ کرسی پانہ پننُ
عشقہ پیچان دُلنم تنَ
ستہ ریش رُود تتہ گوشن
پبیتر وستر ولِ شامن
ژھاید لگسئے پُت ژھاین
نیہ کوئی سِریہ زن چمکن

کریشنہ درشن کرِ دُئی لوُ
شامہ نیریت گوُم صُبحن
ہُوبہ وَندسئی مَن لوُ یادن ″
رُوشہ نیونم ہوشہ بمبرن
شیرہ موکٹہ کیاہ چھُوہ شوبن ″
سَاسَ باسکرہ تیز باسن ″
باج لاگُن ژرہ یوَہ نن
متہ متہ چھس پتہ لارُن
ژرہ پننی سُو پراوہ ناون ″
یتہ گُن چھُوہ مول مشکُن
میتہ جُرمت کنہ مندرن ″
اُوچھنہ اُوزہ ملہ کیا چھہ چندرن ″
شامہ لٹہ پیو سِریہ بالن
بریہ ہردیس گُنتبہ من ″
گاشس تمہِ کوئی آکاشن ″

کوٗنگہ ژندن کوٗمل انگن
ہئ ہمبرس لاگہ تنہٕ تنَ 〃
شوٗد بادہ نابہٕ ہند بوٗزن
بہ ہارنجہ لدُنم گنَ!
پھوٗم سینہٕ شیہ کانہٕ کانن 〃
یندرہ لوٗکس یُس پھوٗہ گیلن
پوتنایہ دامہ دژہ نس تھن
سو دام دراوٗ دہ جامن
گوٗکلہ کین کرہ پرسند

رنگہ ریوٗنس ملہ ہنہٕ ہن
دوٗدہ ژورس لدہ خاسن
مدہ پھوٗہ سے گژھ ارپن 〃
روٗمہ روٗمہ پھیم گوٗمہ وسن
باگہ بوٗڈ کیاہ پھوٗ ہند راین
ہیلہٕ مٗت میاآن نت پھوٗہ کھیلن 〃
کامہ دیوس گیہ شرَن
ننند لالہ دراوٗ گوٗ وردہن
یرمہ آنند پرادہ لچھمن 〃

انت پھوٗنہ بھگوت لیلایہ آسانہ
ست زن پھینہ تمہ چرچہ روست روزانہ
شنکھہ یوجی یوس پھوٗ جی جی پرانہ
رادھایہ کرشنس تی اوُس زانانہ 〃
یس روٗست یُس پھوٗنہ زانانو
پرت یوگہ بھگوان اوتار دارانہ
ست زن نیتہ نیمہ منہ نس دارانہ 〃
بوٗزہ نس دنہ دیار خرچانوٗ
نراکارس کینہٕ پھوٗنہ خسانہ
تمہ بہ سمرت یہ ونہٕ نس الوانہ 〃
ہاوٗ ہاوٗ مۄکھ پھو کیاہ خٹانو

انت پھوٗنہ مایایہ آسانہ
ژت دیمرشہ دفت مانہ بھگوانو
سنمو کھ بھہت اوُس کرانو
تس روٗست تس ونہٕ نس پھوٗنہ پژانہ
گرگہ رُش یہ وارہ تا وارہ اوس ونانہ 〃
رادھایہ روست پھوٗنہ روٗزانو
پانس پھو بھگوان پانہ دنہ ناوانہ
روٗزہ نس زگہ منزدار پھوسنہ الوانہ 〃
ساکارہ سردہ کار آسانو
مایایہ سیت ژھیپہ ژھیپہ زن گندانہ
ڈیشان ڈیشان بیہ پھسنہ ڈیشانہ 〃

انت گونژہ لس تہ انتہس تہ ایوانہ
یُت دِل تہ رات گور گورِہ ہِت نشانہ
کوُرِ کوُنہ مآج چھُہک ژہ پرنانوُ
تراوت گور گورہ ژی ژایہ روزانہ
وپہ یوُس نہ کوُنہ سوی ژہپہ کیاہ روزانہ
منزہ چھِہنہ شر لتس گژھانو
رادا تہِ تہا نت آس بہ ونانہ
تانہ ہِتہ بال تہ کڈی تانہ تانہ
کھوُن چھُہنہ کینسہ سیت گنِدانو
ڈیش ڈیش تِت ولشنہ مایایہ تنبہ لانہ
شمع چھُوہ سُوی لستہ دلیشہ کال پرادانہ
یندرہ لوکہ کے نندرِہ اُوزانو
کرشنئی چھُوہ گور گوریابہ شرتہ کوُرہ پانہ
لُوکہ آسہ کِتہ مآج موج ہیوانہ
دُدرِہ دُدرِہ کُتہ زن وایانو
تہ اوُس بھگوان مرلی وایانہ
دَن باگہِ دِنہ منزہ یم سُو باغ چھاوانہ
مُنہ خُل سُو مُنہ منز اُو چھانو
کرشنس رُوست تہِ کھُون چھہنہ ڈیشانہ
پت برُونٹھ بیہ کھوں دریٹ چھُونہ الوانہ
دیو تانہ گندرب گیوانو

تیوُت گِندُن چھُوہ زگتس ارمانو
〃 گور گوُرِہ رادھایہ ہِنز ماجہ ونانہ
〃 کرشنس سیت سیت کوُنی زن آسانہ
ژُہپہ ژُہپہ زن چھہ اسہ چھاوانوُ
〃 شرانچ تہ وارہ تا وارہ بوُزہ ناوانہ
〃 دُندہ آس فِٹس تہ ونت نہ زانانہ
کور چھہم مہ کوُرہ ژژ طولانو
〃 رادہ کایہ ڈینس مآج چھک نہ لوُزانہ
〃 کرشنس رُوست تہِ کھون چھُوہنہ آسانہ
الیشر چھُوہنہ پرزہ ناوانو
〃 سوینس منز مآج کیاہ ڈیشانہ
〃 ساری چھہ سمت کھون چھِہنہ زانانہ
کھون چھُوہنہ لس نہ سوے آسانو
〃 نام گوناد آسُو مُرلی وایانہ
〃 مت مت مآج درایہ کوُرِہ پتہ لارانہ
انوگرہ تِت تی چھوہ واتانو
〃 تتہ آسہ تمہ شبدہ کنہ زندہ گژھانہ
〃 انہ گِٹہ کوُرہ منہ گاش ہیوانہ
کرشنئی چھُوہ کرشنس کریشانو
〃 جنگلس منز باگ آشچر ڈیشانہ
〃 رادھا کرشنی چھہ پنکھی تہ بولانہ

رادھا کرشنئی چوپار بُوزانہ
تیُت گو کلہ کی گوُرن کرانہ
سند پند آسس دیوانو
گندہ نس مژہ گیہ کو رہ سورہ ساناخ
سُوریٔ چھوہ سی ساروندہ ہانس پانہ
بُوز بُوز کُنہ چھنہ رُوزانو
پانپور شمعس چھوہ زالان پانہ
پروانہ میل تس تہ پروانہ پراوانہ
ٹھٹھہ آسہ پانہ وان کرانوُ
نُن نُن کرشنس کُن آسہ ونان
اُومانہ مانہ نلیشہ سُوروزت یکسانہ
تم یم زہ تنتہ تل فٹانو
ہندی زوہ آسہ سندھیہ کاسانہ
ٹھٹھہ پاٹ ٹاٹھس زھلہ وان شکلہ وانہ

رادھا کرشنئی چھ ڈیشانو
سنیتا رادھایہ چھنہ پرزہ ناوانہ
ونہ نس جایٔ چھنہ زہیپہ نس مکانہ
شُرن تہ یژھ سرھ اُوزانو
ینہ گرژھ ناک اختیار چھوک نہ روزانو
اوُزہ لس چھوہ سرہہ مژہ نندری اوزانہ
لارنہ اکر تور شُو لارانو
ہوشہ ڈجہ مژہ رُوشہ مژہ مژہ دیوانہ
کُونرک مس چیت یژ مژہ مستانہ
بُوزت سُو کنہ ڈول دیوانو
کُونرک سنزیٔ ڈونگہ ڈونگ کرانہ
ٹھٹھہ کرہ لس تہ پانہ وان یژ و بیٹھان
گن تم سندیٔ درنانو
زت ویمرشہ دفت مانہ بھگوانو

## لیلائی گوپیاں بزبانِ ہندی

گنیان کڈو پریہ ناری اری
اس کہون را کہون بچیہ ٹاری اری

نانندہ مہر کا چاکر میں
ناتم بابو ہو گورگوساہی ہمارا

ناتمری ساتھ بیاری اری
ناتم چاکر چھلا چاری اری

بیچ بن میں لے کے رادھا کو
گھر میں چوری کھانا دُود مکھن
کھیل بن تجکو کُچھ ناہی کم
اس کنول آکھوں تم گاوں راکھ
آج تک جو ہُوا سُو ہوُا
جی تن جیتن دیوں جبیں کو
کرنا ٹہل جس کو رہنا یاد
جگ میں جگ سے ہودی اُویاپی

لج ناہی تمُکو یہ کنواری اری 〃
بن میں دینا ناہی داری اری 〃
غم چھوڑا ہے کمسا سُراری 〃
چاہتا تو گرڑہ سواری اری 〃
آج سے ہو تم ہم سے کِناری اری 〃
کنون دیوی جس سے کوئی ہاری اری 〃
کنوی کری اوسکو جو پیاری اری 〃
پرمانند بول ٹاری اری 〃

# داستان

زانک نہ میوٹھ پوتھ کرشنس وننہ ہانہ
نیرہ پرزہ رزہ سرٗس کیاہ کہو ژانہ
زان زان کرشنس کہون چھُوہ زانانہ
مایا یہ برہمہ چھُوہ برہما تہ پوشانہ 〃
بدِھوانو زوُن بھگوانو
راجا جوگی اگن تہ زل دنانہ
تمن سارنی تمن تہ نیمانہ 〃
مُرلی ساسہ سُرہ وایانو
گوپت گوپین گوپت کرانہ
ڈیو ٹھہک داوُزن کاوُزن دُفانہ 〃
ذٕہ دیشہ نیشہ بُن روزانو

بالک موُدریہ چھُوہ برمانو
ژٕت ویمرشہ دفت مانہ بھگوانو
زان زان یٕژ گژ ہان تادانو
سیت سیت آمت کیبت چھس زانانہ
آدین روزتس وید چھوُی دکہنانہ 〃
کینسہ ہندنہ وینسہ تم سپنانو
ٹی بوزت دراوُ نژان نژانہ
توہ شیدہ دیو دانو آسہ سمانہ 〃
یمہ پتہ تس آسہ لارانو
اوُچھان اُوچھان وننہ چھکُ راوانہ
ذٕہ بندری منہ لوگہ ابیاسہ گیانہ 〃

ساری ژہاران تہ کُنہ چھہنہ لیانہ
تراوان پراوان راوُن تہ رژہہ رانہ
سُورِہ یُس لُس نِشہ باسانو
دیوی تہ دیوتا پتہ پتہ آسانہ
یس رُوست زگہ منز وگہ چھوُنہ روزانہ
شور تہ کورِہ فیرہ لُس نہ پوشانو
پان پُشرِت مدہ پان چھیوانہ
اُوٹھہ اُوٹھہ پانہ رنگہ اُوٹھہ ژاپانہ
ونہ کُنہ ہرنہ ہانگلن شانو
ولُس ژہایہ بڈ بڈ ناد لایانہ
پادن شیر کُونہ وُن چھوُہ وندانہ
پادن میٹ آسہ دیوانو
کرلیشنہ کرلیشنہ کُونہ چھیوہ تنہ منہ زیانہ
تسنزیٔ نامہ سُمرنہ لوک چھہ موکلانہ
پُش لُش چھِنہ اسہ زانو
ہی کرشنہ پاف سان ژی چھوک ڈیشانہ
کِہما کر یوہ پالیس چھہ پیوانہ
استہ چھِنہ تراون آسانو
ویرہ روست دیرہ سُست چھِنہ زاہ ڈلانہ
سُورلُس رُوشن تہ چھوُنہ زاہ تہ روشانہ
گُووِندہ گیت سمہ گیوانو

نس رُوست یُس نہ پانہ روزانو
بالہ کھل ریش تمہ بالہ کھیلہ ڈیشانہ
بالہ بالہ بالہ گوپالس پالانہ
نیتہ نیمہ لُس کیاہ چھہ پوُزانو
وژہ تہ کامدینہ تت شبدس لارانہ
ودہ نس گیمژہ یژ مژہ دیوانہ
اُونمدہ وس وس پیوانو
کرشنس مُرلی شبدس لارانہ
کامدینہ وژہ تہ گور شُرتہ کورِہ چیرانہ
رادھا چھہ کورن ہیچھہ نادانو
بھگوان سُووٗت یمہ وَتہ گوپیکانہ
سادن تہ سنتھن تہ دُرلبھ آسانہ
دوشنا نوہ آسہ کاسانو
پشن چھہ گور کورِہ یژ پشتاوانہ
پشیمان پشہ پان کرشنس پوشرانہ
شاف کاس اسہ اَس چھہ نادانو
ٹا چھہ چانہ رادھا یہ پاد آیہ لوسانہ
باوہ بلھتن آدہ بھگوان ٹوٹھانہ
لولہ سیتن کیاہ چھہ اُولہ سانو
پریہ چھس بیہ بیہ ونت کرانہ
پرماننددچھوٗیٔ ہی بُوزت ونانہ

# ادھیایہ دیگر شروع لیلا

## شری شامہ سندر مرلی منوہر

زانی نہ برہما ویشنو مہیشر
کیشوہ کیشوہ کروی زامرہ
ریشو ڈیوٹھک نہ ہی ویشمبرہ 〃
یم تارہ ترتم کم تاری
شوراہ زانت شورن اندرہ
شوراہ سندگار پیرت تہ سندرہ 〃
شکروٹھ اسہ وساری
پورب پچھم دکھنہ اوترہ
بوچھہ ہتن سر یہ لگ لگنہ درہ 〃
ژی چھوک نہ بوزان یم زاری
پیتھر پیہ اس ژہ وندہ گوپہ پیتھرہ
درشن دیتہ ون اسہ رچھتہ سترہ 〃
پژان زن روشت چھ اندہاری
اوما چھ اس کنہ کھما ساغرہ
ایشرہ درشنہ ژلہی اسہ شرہ 〃
لب ہکنہ ژھارت ژوپاری
ون ون دیوان ان چانہ آسرہ
جیدانندہ نے وسدیو پوترہ

## ازرہ امرہ موراری

ازرہ امرہ موراری
ژی شیوہ کرلیشت ژوپاری
سستن سدرن ہندی آگرہ
رتن چوداہ ژئی دراک شریدرہ 〃
گندان ژی سیت آس ساری
دیوہ گنیاین منز ستنہ شنکرہ
گندرب گیوان چھی کرلیشنہ گندرہ 〃
اوچھان اونمت ٹاری
ودان اشس کرمت چھ انبرہ
منن گاش سورکنن چھوہ اسرہ 〃
وتن نہتھر وتھازئے
وژھہ تہ گاورو زت چانی فریژہ
گژھہ آتمی تہ ہت گچھوہ گرہ 〃
ژہ ما نفع تہ اسہ خواری
گوکل منز یلہ واژی خبرہ
ژھارنہ لگہ نئی نبرہ تہ اندرہ 〃
پان ہاو لگھوئی ژہ پاری
پرمانند اوس ونان یہ آشچرہ

| | |
|---|---|
| ارمان ہت گیمت ساری | پرمانہ پنون کرہ کوٗنژاہ سترہ |
| از رہ امر موٗراری<br>شری شامہ سُندر مُرلی منوہر | |

ڈیوٹھک سوٗیام تام شامہ سُندر یانہ
یامہ مشرت ہمہ بُرونٹھ اُس یوزانہ ״
بکھت تس پوشہ مالہ پیرانو
موٗہ مایا یہ ہنز گنڈ دوٗر کاسانہ
فٹنس ٹاچھر وندہ چھوکنہ ایوانہ ״
یُت تام باسکرہ باسانو
سمت وٗزھہ کا مدینہ دین روٗزانہ
گور گوپیہ کورہ شُرنہ باتر وندانہ ״
سانکھہ پوژنہ گیاہ چھہ لس ہانو
رسہ رسہ رسہ آیہ راس آس کھیلانہ
گور کورہ گوپیہ لاگہ کرشنہ جوکانہ ״
وچھنس ویناپہ وایانو
مُرلی منوہر مُرلی وایانہ
رادھا کرشنہ تنہ منہ زیانہ ״
ہلدر تہ ہلہ مردیہ سانو

کامدیو کامنایہ بوٗزانو
گل زن منز باگ باغس فولانہ
توشن تس سوٗیس غوصہ زن روشانہ ״
رٹنس نالہ مالہ پیرانو
تلہ کترک ہٹور ساعتا پوشانہ
ڈاس گور وشنس سوبگوان توشانہ ״
کرشنس پر دکھنہ فیرانو
توشان توتانہ نندایہ روشانہ
نراوپاد پانہ اوپاد خارانہ ״
رادھا کرشنہ کرشنہ بولانو
نژہ نس آروٗنہ روٗنہ آسہ وزانہ
پالنس تہ روٗنہ پٹ روٗنہ سیت نژانہ ״
سورہ لیہ گیمژہ بوٗزانو
نارد جو اُوس موٗرہ چھلہ کرانہ
راس آسہ کھیلانہ رکھسن گالانہ ״

# لیلا

| | |
|---|---|
| گور گوپیہ تہ وٗزھہ گاہ ہت بولائی نادا | رادھا کرشنہ رادھا کرشنہ رادھا کرشنہ جی |

راسہ منڈلس چَت پرِ یوٗک رَس
اَک اَکس اَتھ وٲس لایان آسہ نادا
تُت آمت تَتہ مَنت گیمتِ
نارُد شکھدیو دُرو تہ پرہلادا ،،
نندرہ اندر تہ تُت چھِینہ ڈیشں
سڈھکہ بوٗترات شانتے مژ
کامدیونہ کامنا یہ ہت کامہ سادا ،،
پانہ میانہ نشچی کرت تی زان
تریلوکی گیمژ ونواس
بکھتِ گیمت بوٗزت ست سموادا ،،
بلہ دانوس ژھلہ رنہ آیاوٗ
دشرت راز سس تہ کوٗسلائے
راوہ نس راج راوہ نس کرہ ویشادا ،،
مہدر رام اتھ ہت موٗسل
اکوی ون زن تہ اکہ دُہ راژ
نتہ کوہ زانہ کیت جوگ گیمت آدا ،،
طوطر رُودمت گر بوٗگے کادس
کل کچہ کنہ منہ وسراوُت
گوٗکلک موٗکہت گیمت دَاد اپرادا ،،
راس گوٗ زھہ یتہ ٹیوٗٹھ تہ مدر
راس گوٗ ست سنگ راس گو پاٹھ

ساسہ بوٗزہ مژہ گیمژہ نژہ نس
رادھاکرشنہ رادھاکرشنہ رادھاکرشنہ جی
نیائی انز رت تہ پایسنہ پیمیت
بیندرہ لوٗک کسہ ونزہ بندرابن
گیمژ تتہ سارن دیہہ اوُ پادا
برتارنت تنت دیہ گژھہ
ییئی بکھت بادہ نایوگہ گیان
اَت دیک ویتھانس منز سمادا
جوگی زنگم سَد سَاد سنیاس
ادی کشفس یس زایاوٗ
تربون تنت یس پیاس اردہ پادا ،،
ونواس ڈاس کرہ لنکائے
سوٗی بلہ دیرہ نشہ ژل اٹل
چوراسی راہس کھیلہ نک آس کادا ،،
تر زگت اوٗچھ اوٗچھ گیہ آرہ کینژ
سپہ اوشالس منتھرہ بادس
گلمت ویر حسد[3] بغض انادا ،،
سینہ منز باگگ سیر بادت
راہس گو سمہ یتہ رسہ سمندر
راہس گو رُودمت آسنہ اپرادا ،،
راہس گو چوراسی چہس ژراٹ

راسس نارُد پرُون پرُون اُستادا ،،
راس گوٗ دیشہٕ کالہٕ روست اُپدیش
اکوٗی سوٗ کریشنہٕ جو سارنی سیت
کریشنی اوبامان تس رٕ ست سارُدی پادا ،،
پوٗشہٕ نی یہوٗی پریم آندہ وَند

راس گو جگہ جگہ جاگہ جگدیش
راس ہُوم راس یگن راس ست راس شراد ،،
زیٖوہ گن کوہ زانہٕ تنہٕ آس کیت
پرمانندہ ژٕہ تہٕ لگہٕ نےٚ آند
سر سوتی رادھا یہ کرنی بیی پرسادا ،،

## لیلا بزبان لچھمن جو

شامہ سُندر مُرلی وا آلوٗئ

کاژٕہ زوٗنا چمکان درائے
باژہ ناین یژھ یروی لُولُوٗئ
کوٗہ لچمژہ چھوہ جنجالس
شور تہٕ باژ بیہ ماج تی مُولُوٗئ ،،
گُنگ ملہ وے بیہ زندتے
پریہ کرشنن یروے پریتے
لُولہٕ کرُوس لُولہٕ منتر و لُوٗئ ،،
پوٗشنوٗلس ڈالوی نالے
مُورہ موکٹ دارت چھوہ سُندر
وال گوشن آل زنگولوی ،،
بنسری بیہ پمپوٗشس اَتھے
رادھا اکتہٕ بیہ گوٗرُ سکنے
مان ابمالتا یمہٕ زٕہ گا لُوٗئ ،،

کھیلہٕ بنا راسہٕ منڈُو لُوٗئ

واژٕہ بندن یاد چھوٗی تائے
کھیلہٕ بنا راسہٕ منڈو لُوٗئ
لینزہ دیہ مژہ چھوٗنس زالس
گنگہ زلے چھلوی تنے
رنگہ رنگہ دلوی ساکو سی
پکوی نیروی لتس سیت سیتی
روٗشہٕ کروی پوشن مالے
پالہٕ ون از وعدہ سان پا لُوٗئ ،،
از چھوٗہ توشن پوشن اندر
گوٗنگہ ژندن ٹُک لتس منتھے
کیشوٗس کیش چھوی رتیالوی ،،
آردنی منتر نتھہٕ نہٕ نے
راسہٕ رس جت متے مژنیٔ

گریشہ ونی تریشہ ہشری
وکہ سنی آمژہ اوسے
وسہ منتر خلُل الہ بیا لوئی ״
دیوہ سندرہ گندربہ آئے
زنہ بت زن سیت سیت نژان
واچہ ہندوی کہ بنک مولو لوئی ״
سوزہ ڈلمت سو سور بوزت
رلیش تہ منی وتہمت پتو
مہوہ جنگل بمو زہ زآ لوئی ״
دیوہ کتہ کن آمژ چھ ودل
سادست زن بمبر بنت
ژرنہ کمان ہند آؤ لو لوئی ״
برشنس نت درشنس
ژندرہ منڈلک لوک بیٔ پیتھر
گریشنن زن دو نختہ بیالوئی ״
گیت ونس زناردنس

اژہ رژن تنتہ منن ڈالوئی ״
کوئی رودی کوی ہنسے
دیو سارئی سمت آئے
کتنجہ زن دیرہ ایران اولوئی ״
سارنی منتر کونہ چھونہ ویژان
دیاس نارد اند پاک روزت
ساز سارنگ مردنگ تہ ڈولوئی ״
لین گیمت وینائی زلو
تارہ گومت تارا منڈل
ہولہ گجہ مژہ کرت گالوئی ״
پوشہ انبرن تل رود سنت
ترہ کارن پوشہ ورشنس
گریشنہ گونن دیوان زآلوئی ״
شبنم آسمت گیہ پیتھر
لخمنس بیٔ اوس منس
پرمانندن آؤ لولوئی ״

شامہ سندر مرلی والوئی
کھیلہ بنا راسہ منڈولوئی

## داستان

وشنی بابا یہ کہونتہ چھونہ واتانہ
دیہ لیس سرد یہ گیان تس زانہ نادانہ

ناتا نامہ رلیف ہا والو
ژت دیمبر شہ دفت مانہ بھگوالو

اُوچھہ اُوچھہ کُوچھہ کیاہ آسہ زانانہ
اُچھنس تہٕ پانی سُوی لیُس اُوچھہ نادانہ
تت یہٕ بیہ کہون نہ پیوانوُ
گوکل ہی گرک دن تہٕ رات واتانہ
کرشنس تہٕ رادھا یہ ژرُ پریم آسانہ
رادھا چھہ کُوراہ سُو پات آسانہ
قبیلہ بڈتہٕ کرانہ ژرٹا ٹھہ للہ وانہ
رتنی سُوکا مدیو یژھانو
صلاح ہیوک ٹی رادھا یہ منگہ ہانہ
گورکہ ریشس تامت گوکل واتانہ
یژ دید پرُمت تہٕ پرژوانو
ریشس چھہ جسُدا پادن ہیوانہ
لکھنو دُوپ نک زہ تار چھہ آسانہ
بھگوان کرہ اولن آسانو
کرمہ لُون یدونی کوتنہ چھُوسہ زانانہ
گورگہ جی رادھا یہ منگہ لس نیرانہ
تت لگنس کہونہ واتانو
واتت تت دیشس چھُوہ دوش ژلانہ
پرنام کورہس تہٕ یژ چھس توتانہ
مان کرہس ہیت چھُوکھ پزانو
پرُژہس ریشہ کوہ دیشہ چھُوک ایوانہ

سچ گل کیا گیا پرمانوُ
یژھ دیہ گژھ یژ یژ آسہ گندانہ
مژ گیہ درتہی تُولہ ہژھ ڈلشانہ
شور تہٕ کورہ کیاہ چھ راس کھیلانو
ژرت ویمرشہ دفت مانہ بھگوانو
مالس ناوٗ چھوس برکہ بالنو
رنہ مُوکھ شُور شُوکھ اسان گندانہ
کرشنہ کرشنہ بولانہ کرشنس تہٕ پریانہ
برکھبانس کہون سُوزہ ہانو
وسدیو رازن سُو پرُوہت آسانہ
ہتکارہ کن لس کت کیاہ چھہ پاوانہ
پرشن کیتھ ہتھد کرانو
لگن رُٹ تم تہٕ لکھن چھُوہ گنز رانہ
دکھناڈت چھس آ ژرونانہ
درمہ پوُژھ مژہ ہت سُو نیرانو
~~ازاتوک ہت تتھ ست ورش آسانہ~~
گورگہ ریشس ورگہ پاٹ درگہ وارواتانہ
یتہ رادکا آسس یسانو
پان وتھراوُہس تہٕ جالن چھس وندانہ
درشنہ تشندی ہنہ چھک وٹھانہ
رگشہ رُدست اس چھت زانانو

بوزنہ

مُوکھ چانہٕ ژٕ جہ آسہٕ زٕمن ہنز ہانہ
آکاشہٕ وانی وکھنا نو
دُوشون یادَن دُوشوَی ہیوانہ
کرِوی اسِ کنہٕ گرک پانپانہ
سادَن چھہ ساری پوٗزانو
پوٗرنہ گژ سیت یژ ویدبا وانہ
رادھا یہ کرشنس چھوٗہ کرمہ لون ملوانہ
تس کرشن اکوئی سنتا نو
کُلہ مُکہ زانیو توہ ہیو آسانہ
پرژہ گار پرز پرژین میانوٗی بہانہ
رادھا چھہ لچھمی سُو نارانو
رسا یہ روٗس کتھ گوڈہ اوس خیوانہ
میلہ دوٗن سوداتہ کھوٗن چھا گیلانہ
تارہ کھل چارہ ۔ انتر راوانو
نوٗہ پنچک چھک نہ لوگ چھوک میلانہ
شُو بہ فل تہ شوبہ گرہہ اودیس آسانہ
ورشہ فل تم تہٕ وارہ بوزانو
شُو گوزاتہ کوٗک شوبہ فل ونانہ
نشری نارایَن تہ ہیُ اوس پژھانہ
ہاتھ جوڑان ساتھ بر کھیانو
بوزدان بوز پرَوک چھہ کامہ گرانہ

درَشنہ گرگہ رِلیش یژ پرکاشہ وانہ
پرنام کرُہس زن تہ اُوس بھگوانہ
پوٗزن تہ بوٗزن تہ پریژھا نو
لادن نہ تس لیَس بھگوان سوٗزانہ
بوٗزنہ پوٗژِ پوٗرہ واک چھوک نہ موچھانہ
شوٗبہ کامہ ہنز کتھ بہانانو
نندہ گوٗپ زانیوتہ اُوسک ونانہ
پنہ پاٹ ٹوٹھر یُٹ بگھتس بھگوانہ
ہشرس کُنہہ چھُنہ پرژیانو
دَوگیر کاچھتو ادہ۔ وُگنن شانہ
لچھمیہ ناران ژھاران تہ پرارانہ
ہاوتم زانتک اُوچھہ ہانو
زانوک ہاوہس وارہ اوس گنزرانہ
نوٗامشہ باگہ دشہ ویباگ دیوانہ
یوگی ہاوس چھُوہ کھنانو
اُوچھہ اُوچھہ گرگ جی یژہ ہنرشانہ
نارُد زنہ کالہ ہیُ اوس ونانہ
دُوشہ رِست دُوشہ وِی چھہ آسانو
سنپتا دوٗن یادن چھس ہیوانہ
کہما کرزہ رِلیشہ بیہ چھس ونانہ
سنز بھگوان پانہ دیوانو

کرمہ لوٗن نوتہ پرٛدن کھون چھا زانانہ ،،
یت سمیس منزٕ چھ پیا گوالو
کرشنہ ناوٗلس دِنوت سوٗی آسہ آسانہ
تہن تہ دوٗد ژورِہ گورِ شرٛ ہیت نیوانہ ،،
گوربایہ ژرہ موٗنجہ ہیوالو
گور گوربایہ چھس پتہ پتہ لارانہ
یُت بوٗز بالک تہ بلہ ویر مارانہ
ویلنسہ چھوٗہ لوکٹوی لوکھ چھس زانانہ
لوکٹوی بڈ بڈ بوڈ چھس زانانہ ،،
شرٛن سیت شرٛ لاگالو
لوکٹس بڈ بڈ عیب غیب گرٛھانہ
رانڈہ چھوٗہ تہ توہ چھنہ مصلحت پیوانہ ،،
ٹاچھرہ وُنیت نہ ہیدکالو
مشہور دوٗدہ ژور گرگہ جی چھا جانہ
ڈکہ دُسرت یدٕ گوہنتہ تہ چھنہ اوٗچھانہ ،،
سیہ منزہ لبہ آسہ نیرالو
لوہ یتہ کرِت مصلحت دیوہ گونہ آنہ
بی اوہ بوزک تہ نی گو پرمانہ ،،
یمہ اکہ کتھ کیاہ چھ فیرالو
پرسند ریشن گوتہ بوٗزن منگانہ
ستہ وادی کیا چھ ست واکھ مانانہ ،،

نندہ گوپ چھنہ آس تہ کیا زانانہ
اکوی سنتان یتہ لوٗڈھ آسانہ
دنہ لیُس سودن تہ رات نژالو
یرٛت گرہ ژورِہ ہاتہ تس کیا لاگانہ ،،
تھنہ رینسرن پیٹ چھس نژھ ناوانہ ،،
وتہ تُس منتہ واو ہیوالو
ژرت ویمرشہ دفت ماتہ بھگوالو
کھیلنس کوہنہ چھوسنہ پوشالو
ژھلہ یلہ ویرن ہند ویر آسانہ
دیوتا زن تہ بڈ راکھس مارانہ ،،
بڈرت چھنہ تم شوٗ یالو
مالس تہ ماجہ شرٛ یتہ لوٗڈھ آسانہ
لوکہ شرٛ ہیت کت دوٗدہ ژورِ فیرانہ ،،
کورِ مور گوہنہ تہ راوہ راوالو
مالس تہ ماجہ شریت تیتھ پریانہ ،،
ریشہ یوہ کتھ آسہ نوٗف چھوی نورانہ ،،
سوی شچھ آسوی لدالو
ریش واکس ماکھون آسہ فیرانہ ،،
بوزن ریشس تہ پوٗژ بوزن منگانہ ،،
ست بوٗزن کت یئی پرالو
ریشہ واکھ فیروتہ چھم یانہ وانہ

کوہ چھُس یہ پز پور لاگانو
اَن کھِت تہ دِنہ چھس دکھِتا دیوانہ
کہما کرزِہ ریشہِ سُومنہ ساروانہ ،،
شُوبہِ کامہِ یژِ ھ شری نارانو
کرہ نُس پز پاٹھ من چھُونہ ایوانہ
درمہ نشہ ڈلہ ھیَنہ لُوک لدہ نک ہانہ ،،
رکہبانن چھُوہ فکرہ کرانو
رنگہ رنگہِ مصلحت تہِ کُنہ چھکنہ پیوانہ
ریوان اکہ پکھہ بیہ پکھہَ ریوانہ ،،
کرمہ لُون کَس کیاہ چھُوہ آسانو
ژھلہِ ما مُوکلِو تہ آسِو نہ پوشانہ
ہیرہ ہیرِہ کُت فیرہ آسن زہ ہڈانہ ،،
فلہ نتہ آسو نہ فوُ لانو
پرمانند پُوزکت انز راوانہ
بُوزرستن یتہ انبرِ منزہ راوانہ ،،

وارِہ دُت ہم واکھ تی چھوم پرمانہ
پادن پٹ شیر تراوانو
فیر دِتہ واکہِ وانی چھس ونانہ ،،
اما چھہ منہ منزِ بباک کت سورانہ
سُورہ نُس چھہ کرمہ لُون آسانو
گرگرہ ریشن گوکل کنہ گوَ پکانہ ،،
گٹمبس سُمرت تہ مصلحت پرِ یژھانہ
ساری چھہ زِ لِو تہ اُڈیہ فیشانو
مانو نتہ پتہ کُس آسہ زانانہ ،،
کرشنن نن نِنہ لُوزن چھہ افسانہ
آسن لُوک اسہِ اسانو
فیرہ وی وعدہ واژہ من چھُونہ پژانہ ،،
رنگہ رنگہ گنزرت کہنہ چھینہ انز رانہ
ینہ راوہ ینہ راوہ دینانو
ژرت ویمرشہ دِفت مانہ بھگوانو ،،

## لیلا

بژواسن چھُنہ راوانو

رِکھی نے کیا بات سُنایا
سادھو ہووے پاونہ ہاری
قونجبہ وانگر سمندر ہووے
ننلر نشو من دُود پینا

چُورانکو سِدساد بنایا
مالو لنکا گل پاوتہ ہارے رکھی نے
مائی کو بالک تیاری ریوی ،،
پاونہ میں وہ کیا ۳ جینا ،،

چُور چورا وتہ کا بدنا ہے
ناہی چورا وتہ موتی سُونا
چور وہی ناپکڑے کوئی
چوُر ہوا پہ پکانا ہے
لیوی ناہی موُتی مالا
بن میں بیچی بیرج موتی
ایسا آپس میں بہت آکھا
پرمانند تم نشچی مانو

جسکو بدناہی سُدنا ہے ″
دوُد لینا پینا پھر سونا ″
نانک اکھن روی اوئی ″
لوُر دُمڑی اور ٹکا نا ہے ″
یادی گل میں کیاہ نندہ لالہ ″
دیکھا دیکھا گے دیوتے ″
کچھ پرمانا ناہی راکھا ″
اُس کا بکھتان اوسدا جانو ″

# داستان

کیتاہ یژ یژ کرژ آسہ کرانہ
دیہ تون بیہ دوُر کرِہ چھِنہ زانانہ
بیہ نالایق تہ بیہ بیہ چھہ ونانہ
یژ کال پانہ وانِ ونِن تہ بوزانہ ″
اوُسں یژ کال پشتا والو
مالازہ آسک مختیج چھہ ونانہ
رازہ دارہ تیوت نتہ بازارہ میلانہ ″
باگس دوگن چھہ تورہ پوُشرانو
بی گوک جواب تہ آسن بوُزانہ
تمن جواب تہ خسہ نزہ آسہِ ہانہ ″
تمہ آنہ زونوک رُت شانو

یرژ یرژ اک اکس چھہ دپانو
ژت وبرشہ دفت مانہ بھگوانو
کوُنہ نندن تہ کوُنہ توتانو
کرت کوم کارچ نی گرژھ جانہ
پامہ لوکہ ہنزہ نی پننوی تاوانہ ″
اک قل تیوت نہ کینسہ آسانو
سُوی پیوک صلاح بوگ تمتی لدہ ہانہ
اگُن تہ نیرک نہ آسن مندہ چھانہ ″
آسونہ اس تہ واکھ فیرانو
آمہ کتھہ سارنی سُد پیونشانہ
بھگوت یایہ انت ما چھہ زانانہ ″

زنیو تہ بیہ تمہ مختہ مالایہ سانہ
ونۍ گوڈہ گررگ جی گوکل چھوہ واتانۍ ״
پرد کہنہ سارتس پھ فیرانو
عنبر تہ ادفر چھہ وتن چھ کانہ
زل توت سمراوت چھوہ سمانہ ״
گوکلہ گور چھنہ ویژانو
دیوہ لوکہ دیوہ کنیایہ ونوانہ
گندریہ اژہ رژہ ییندرہ لوکہ ریوانہ ״
مردنگہ بنگہ ڈگرہ وایانو
ریشس سور ڈیش ڈیش آس پرژھانۍ
پرژہ گار یژ تہ وار پرزہ نسنہ[3] ایوانۍ
پریہ وُن سُوکت چھ تمہ تہ مانانو
زانِ توہ تم تہ کولہ قبیلہ کرانہ سانہ
شیچھ بودہت آسہ یور کھوہنہ واتانہ ״
بُوز یوروک کیاہ چھہ مانانو
سربس کُس آسہ بیہ منزہ ختانہ
وٹہ دیون مختس آسنہ ویٹھانہ ״
کرشنہ جُو تہ کَن دِت بُوزانو
جسودا ماجہ اوس تونہ فل منگانہ
کوژ خورہ ڈینس چھوک نا بُوزانہ ״
کم پاتھر چھُو ہم ژِہ لاگانو

پروہت تُورہت چھ سُوزانو
ڈیشت گوکلہ کِن چھوہ گاش ایوانہ
نِک بڈ تنہ منہ جان پالن وندانہ ״
ستن سدرن تہ ارمانو
بوگنی آکاشہ لوکہ آس نژانہ
نژہ ہی بوترات لوک چھس نژانہ ״
گُوندہ گُو گیت تمہ تہ گیوانو
کلاوانت پاٹھہ بکہت وانانہ
سامہ وید ابیدہ بکہت آس کرانہ ״
دُورِہ پیٹھہ تس نِشہ وانانو
جسودا ماتایہ کُن اوس وتانہ
کرشنہ جُو چھُوہ ترک توہ تعبیر آسانہ ״
منہ اُونمک تہ ہیوک پرمانو
کرشنن گونہ واد ساری زانانہ
نتہ چھونہ کرشنس برہما تہ زانانہ ״
زگہ منز کرشنس رٹانہ
ساروی یہ ڈُنہس تی اوس دنانہ
تنہ منہ بوزِت کنہ ڈول دیوانہ ״
توہ روست وژھ تہ چھُونہ رچھانو
ہیتھی شُنڈہ چھوی نہ نِتھر میلانہ
تتھہ پاٹ ٹاٹھس پامن دیوانہ ״

تامت چهوه سوزمت پرُوهت واتانه ‎ رتنوَ نه مختنه مالاۓ سانو
ڈلو ڈهک نه مٹهوک نه کهنه آسه ونانه ‎ رر ‎ پرنام پانه وان پزه کهوته کرانه
اک اکس ڈیش ڈیش وسالو ‎ باگس توه پته گنڈوسرا وانه
مختنه مالهٔ کرشنه جوتهف تلم دیوانه ‎ کیاه گل زه گل میں پاوانو
ژهل اوس بیتهوئی چهسنه ژهلن ڈیشانه ‎ رر ‎ آسان لوک چهس نه رٹنس نه پوشانه
پروهت هت پته لارانو ‎ جسودا بڈ بڈ ناو ناد لایانه
جسودا آس پان پانس ونانه ‎ ونهس یی تیَ چهس ڈیشانو
رُودماهت لوک اینروی ونانه ‎ رر ‎ یت مختنه مالهٔ پوشراونس پوشهانه
راونس تت چهس دینانو ‎ پینی راوه هک نه یژ چهس پشانه
رنگه رنگه ویرلاف لوک آسه کرانه ‎ کنه جان کنه تیچ وینانو
جسودا دندس تل زیوهت منده چهانه ‎ رر ‎ هیره بوُنه پته برونٹهه فیرفیراوُچهانه
کرشنه کرشنه وانیو ونه وانو ‎ دیوانه گیمژ نه لوکه کتهه بوزانه
لالو رٹه تهو نالهٔ مُتنه ونانه ‎ آلو نه کُنه کُنه توَ زانو
بالو تجهسو بالو فیرانه ‎ رر ‎ لبه روزنه پانس آسک لیانه
پرمانند لیس چهوه ژهارانو ‎ ژهار ژهار پریمهٔ مُت یٔت چهنه ایوانه

ژٹ دیمرشه دفت مانه بهگوانو

# لیلا

(از طرف جسودا ماتا بسوی شامهٔ سُندر)

ژالهٔ چهم اشهٔ نے کوتاه بو ژالهٔ لالهٔ ‎ بالهٔ گوپالهٔ میان پالهٔ تا کر
گنده لس چهوآمت پالیسنه پیومُت ‎ نیائی انز راوُ نته راوی بو

تراوت مہ کرنہ ڈالہ بالہ دیشالہ لالہ
کرشنہ چان دری چھم دائی یُوزک
اک رٹت نالہ لالہ ہیہ گندئی مالہ لالہ ،،
سبوکرنس تس بھگوانس
پشرؤن چھو مختہ مالہ کوہ پچھم
وانینک نہ پنی وننم چھنالہ لالہ ،،
چھوک بالک تہ چھئ نہ ہرشہ شوک کہنہ
منس برہمنس ونس منز آکھو
کال اُدس پوز تہ مہ مارنم اکالہ لالہ ،،
سختہ آس پانس زہ والیس ژاوُ
اَرس تہ دُرس روگ ہیوس واتت
راز ہمس زالہ لوگ تہ ژلہ نسنہ زالہ لالہ ،،
گومت یہ بازکس قبرت آدُ
پرمانندہ مختہ ہارہ کنہ کن تھو
مکھت گچھہ یوس کرہ مختس مالہ لالہ ،،
نتہ کمنہ اوس تتہ مختس مُل

بالہ گوپالہ میان پالہ ناکر
لائی نہ مختہ مالہ یوُژہ مو نوژ
دیوتائی آس اند پک یوزنس
سنزطور وایہ نس ہیرو ہیتالہ لالہ ،،
مختہ ہارہ پوچھہ بو مختہ ہارن چھس
ہیرہ بونہ لب مکنہ لوک ماہڈہ نم
کرشنہ یم ونان چھیَ وَنہ نی گنالہ لالہ ،،
زناردنہ سُونہ ونس منز
مختہ مالہ پوژہ بختہ پران گو برہمنس
ہیہ نے ادہ اُچھان پان زالہ لالہ ،،
ژرس گاٹس کھور گیاہ آس
سمسار چھوی برم بازا تہ بازا
شش پنچ چار چھہ ہیہ دوبارہ خالہ لالہ ،،
سن سن یتہ کیاہ چھہ سن ڈیشان
پرمانند چندہ چھوُن اُچھان پانس
پراوہ موکھت نراوہ یوس دتہ دیار مالہ لالہ

## بالہ گوپالہ میان پالہ ناکر

مختہ مالہ روستت نام کرشنس ڈیشانہ
مختہ ڈبو ٹھنس تہ موکھت آس گژھانہ
شاہ چھوستہ فوران تہ توری چھس پرژھانہ

لاران تہ نالہ متہ تہ رٹانو
ژت ویرشہ دفت مانہ بھگوانو
آج مختہ بیاَل چھا وَ وانو

سہ دو ہیول خل کونہ چھوہ سُمرانہ //
باغس چھہ ساسہ بُدٕ باغوانو
نختس نہ مژھ چھونہ بالکُ زانانہ
موژہ کیاہ پت کن یہ لیُس آسہ موژانہ //
یژھ پژھ کونہ چھونہ آسانو
جُسودا چھہ موہ مایا حسہ ڈالانہ
یُت چھنہ منز نختہ دارس نہ میلانہ //
رنبہ دُنّ مختہ مالہ سُورانو
ہنت کیاہ گژھ دُن سُو پروہت ونانہ
.بنت کیاہ آم ونت کوہ زانہ //
پیژھ کیاہ چھی شری نارانو
جُسودا بہ حس نہ ہوش نیرہ رُودمت دانہ
مختصر زہ مایا یہ کھونتہ چھونہ زانانہ //
بُود چھک نہ سد چھنہ پراوانو
غرضمند لوک آس گیمت دیوانہ
نیرہ مادیرہ ٹنگ تہ دیوہ نیرہ ارمانہ //
جنگلس منز یاگ ڈیشانو
برجھ مختہ لنگ ییٹھرہ نمانہ
منتھرایہ بوزمت مختہ دُن گورن دانہ //
کادن نہ ریشن منیُو سانو
سُمرادُ لوکو مُختہ انبار خانہ

ہاوہی بوکیت لچھ کُل خسانہ //
لتی گوس چھم کرُشن مژراوانہ
مہ ژہ کیاہ چھہ یژ فکر آسانو
کرشنی ہکہ سیکھہ مختہ آسہ کرانہ //
رُودمت سمشیٔ رُودہ مختہ والانہ
مختہ کیاہ زہ تت مختہ زانانو
انبہ نادت چھوسنہ تمنا نیرانہ //
چھکرت مالہ بالہ چھُوم تنبہ لاوانہ
ہیت چھومنہ ریت کیاہ کوہ زانو
کرنم نہ یژھ مختہ چھونہ آسانہ //
مژھ آس دختہ یژہ یژ آسہ برانہ
مختہ دانہ یژھ دان منسانو
زگتس چھوہ اندہ کار آؤ ولانہ //
ردبسد لتس لیس سنتوش آسانہ
کرشنہ کتھ یژھ چھی کرانو
یکن کرشنس پتہ پتہ لارانہ //
مُختہ کُل برہ برتہ مُختہ قل نیرانہ
مُفت زن سو مختہ ڈار میلانو
آشچر یہ مایایہ آیایہ اُوچھانہ //
ان زن چھہ تم تہ تنتہ آسہ ہیو گژھانہ
نندہ گوپ متصد تہ یاگرانو

پنژہ تر باگن چھ فوتہ فوتہ میںانہ
پروہت سوزمت گیشہ ترک سمرانہ
پژھ چھنہ لوکن تہ ایوان تہ نیوانہ
مختی چھ لوک ترفت گژھانو
گرہ آد پروہت ہت سورہ سامانہ
گورکامدینن مختہ مالہ ہیرانہ
ہوکھ تسندوی شوکھ دیوانو
ساسہ لوزہ مختہ مالہ تمہ مالہ خوتہ جانہ
شونین چھ لوگ ہت سو پروہت سوزانہ
دیوتا کرشنس چھ پوزانو
نژہ نس تہ گندہ نس گوریایہ توشانہ
کرشنس تہ رادھایہ ماتایہ ونوانہ
سادن سوئے پھل منگانو
پروہت سوسوزمت مختہ دکھنایہ سانہ
دنہ شرونس چھونہ میان ہیو خزانہ
برہمنس چھوہ تام دورہ ڈیشانو
بارن چھوہ مختہ سون سارگے سامانہ
بار بار ڈیشان تہ بار بار ونانہ
بھگوت مایا یہ ڈیشانو
ونہ کیاہ کونژاہ ونہ چھا ایوانہ
سوشیلایہ زنتہ سودام داتانہ

ژت ویمرشہ دفت مانہ بھگوانو
دکھنایہ پورہ پور رنزہ وانو
گرہ آکھ برہ بروون چھوکنہ روژانہ
بھگوان ژوپار چھوہ مختی چھکانہ
دھرم تہ دان یژ چھ کرانو
گوکلہ کن بکھت موکھت آس کرانہ
مختس تسندس تتہ مہ گیہ کانہ
زننو جرئ جرئ چھ اورانو
توہ پتہ گوکلک جگ ہوم کرانہ
یژھا لوزن برہمن تہ کھیاوانہ
شرن رٹہ نس نہ پوشانو
پرمانند تتہ یادن پیوانہ
لوٹھنس راواسہت کرشنہ بھگوانہ
گیوان تہ یژ گو ریوانو
برکھبانس ونہ کن اچھ لوسانہ
راج زن پراوت بلج ہت ایوانہ
ساسہ یژ لوک ہت چھ پکانو
گرمت سوتدبیر گرہ چھوک روزانہ
اوچھنس نہ ونہ نس نہ لوزہ نس نہ ایوانہ
برہمنس تہ چھنہ پرزہ ناوانو
ژت ویمرشہ دفت مانہ بھگوانو

ڈیشت تہ مختہ مالہ رتنو تہ سونہ سانہ
پنہ پار پنی چھو سودام ژھارانہ
رادھا ماتا یہ توتا نو
سنپتا نژہ نس تہ وژن ونانہ
ثرن کرشنس چھہ رادا باگوانہ
ونہ دیوہ نئے ہا وانو
برہمن ابیاگت تہ ریشن شمراوانہ
رزہ تہی پرزہ منز یہ آشچرہ زانانہ
توتان دُوشہ وُن تہ دہ وانو
دیوی تہ دیوتا دارہ نایہ دارانہ
راجہ لچھمی یہ آج کوچھہ کت ہیوانہ
تمنی سیت گرہ گندانو
ہُی منہ فوران تہ تے آس سورانہ
بیہ بیہ وُن وُن تہ بیہ بیہ ونانہ
سوتا تہ مختہ مل میلانو
مختہ مالہ پنی چھہ منندہ چھانو
ڈیلش ڈیلش سور دیش اسن تہ گندانہ
ڈکہ بڈ ہکہ کُس یت پزہ چھہ نیرانہ
ہرشس گومُت سُو برکھیانو
چھنہ پامہ تھنہ ژورس چھنہ دیوانہ
ونہ ونہ منہ چھ سندین کاسانہ
پزہ نہ خوتہ آس دنہ خرچانو
جگہ ہومہ زپہ تپہ ریشِ منے پوزانہ
دیوہ کنہ کن منہ پرکاشس ہیوانہ
رادھا کرشنہ کرشنہ زیانو
ولیسہ تے دایہ ہمہ خاصہ خاصہ آسانہ
گرہ گرہ کرہ ہی منہ کریشنون دھیانہ
پریمہ سیت دانیہ ونانو
پرمانند ادس بات کو سُو مانانہ
ہمنہ لرہ ڈیشت خزانہ نہنانہ

ژِت دیمرشہ دفت مانہ بھگوانو

# لیلا

شیاما مُوکھہ سنمو کھہ دکھادے
ابدونکی ست شبدوں سے
تنہ منہ ست گور ملادے
میرا من کیسا سُکھہ پاوے
پھل دیوے پرالبدوں سے
میرا من کیسا سُکھہ پاوے

بندری نگر کا راجہ بیندر ہووے
یکمیہ کرن کرنے کا جگاوے
بوگہ پڑھا آٹھ پہڑ رانے
انتہ کرنوں کی شُدی سے
گتہ ہیں پریمہ پرھہ وداوے
گنیانہ دھیانہ شم شکہت کرے
آپ چیلا ہووے آپ آچارے
ناپاوے کچھُ ناہی پشتاوے
ست سنگہ گنگہ اشنان کرے
پرمانند اس سمادی سے

مہوہ لنکا کا رامچندر ہووے
دیہہ دوار کا من سری کرشن ہے
دکھ وکھ لکھ گھر بچاوے
من ژیتنہ تنہ بودی سے
نارد سربک ابیدہ بکہت کرے
اناہدہ بانسری بجاوے
آپ بن باسی آپ دیوہ ہارے
جمنا کو جمنا کے پار ترے
ناونہ تیرتھ تن ناوے
لےَ ہووے ست وادی سے

بندہ بکہت کا نیاری مُکاوے
نیرامن کیسا سُکھ پاوے

پرژہ نس سُو پرُوہت یاد چھکنہ پیوانہ
ونہ چھا ونتو مخنتہ بیول خسانہ
مخنتہ بیول ووت راتسی چھا کھسانہ
راتہ نئی منز دون پکین تہ لونانہ
ونت دیان چھسنہ زانانو
پرمانند بوس چھوہ آنند منگانہ
وندہس بوجان پان تی اوس شیرانہ
زانن زہ دئی آم ٹوٹھانو
کرشنُون درشنُ منہ آس کانچھانہ

بُوز توم گوکو سُو ونانوُ
ژت ویمرشہ دفت مانہ بھگوانو
راتسی منز چھا پہیانو
ڈیوٹھمت یہ آشچریہ تی اوس ونانہ
کرشنہ کرشنہ کرتو آسہ پانہ بھگوانہ
مہارازہ بکہتن سُو دیوانو
لے گیہ ہرشس نہ جی آسہ بولانہ
بیہ دُور گوس مُوہ نی وندہ کاسانہ
ہینہ ہینہ منہ سرِدھ اُوزانو

داوس نہ کا وس کن آسہ دیوانہ
سنز سنہ کلیچہ پڑھانو
دیش ساروُی دن تہ رات اوُس دنانہ
انتریامی سوُسوُروُیُ زانانہ
شاکلہ ستہ دیپہ سمانو
پرمانند وُندہ سوُرلتس وندانہ
نیای لیس زنموک چھوہ آسہ تس اندانہ
پورہ تورہ ساری چھ توشانو
کوُرہ وال کوُر ہنزہ دیرہ سوُرہ سامانہ
ترور ترور پور پور چھک کہور فلانہ
پرُت دارہ دارہ اتھہ دارانو
توہ پتہ رادایہ سینتا تہ برکھیانہ
بڈ کوُر نیرہ فیرہ کر چھوہ پزانہ
سرھ مایہ کای تس چھہ ناوانو
پوفہ ماس آس پاس آسس آسانہ
رسہ رسہ آسہ تس غم غوصہ کاسانہ
وتھرن تہ پان وتھراوانو
رادھا یہ چھہ کرلشنس ڈیشانہ
پہ کزہ نترو چھہ شبنم ورشانہ
سُرسُر پرانہ آیہ سوُرانو
دارس منز آچھہ دارِن گنڈانہ

پنزہ ورژ سہت آس انوگرہ وزنانہ
کرشنس اُوچھہ تس شوکھ موکھ کانچھانہ
دیشہ روُست تی اوُس بوُزانو
ساکلہ مایا لیس نہ وبا کل کرانہ
واسدیو موکھس چھہ ساسہ رنگہ پوُزانہ
پتھاوت ویز ویدانو
آوُرہ پورہ وارہ بلہ کت گیہ پرمانہ
ٹنزہ سان کہاند روک سنز آسہ کرانہ
دوُرہ دوُرہ دوُرت چھہ سیمرانو
کوُرہ وُآل یدوُنی رازہ اوُس آسانہ
کوُرہ ہنزہ شرمہ دادِ داوس چھوہ لگانہ
وژھ رپھنس چھہ ستہ سوُزانو
گرہ بہہ ناوت تہ نہہ اوزہ ناوانہ
مایایہ لولہ سیت آس دلہ ساوانہ
دیشہ داسہ سازہ بوزہ ویسانو
پریہ چھس بیہ بیہ ہی وتھرانہ
پمپوشہ اتھ میننزہ پترو رنگانہ
تنہ کوُنہ کوُنہ آس کریشانو
سوردن تہ رات سورہ چھوہ سی سورانہ
سوُرہ ڈجھٹ مژ بڑ گیہ دیوانہ
دارہ برہ اوُچھ برانو

داره واره دارِن پٹ اُوشں ہارانہ
کرشنہ پاد ہردہ ہت دھیان آس دارانہ
لچھمن زن پرمانند پراوانہ

ژٕرت ویمرشہ دفت مانہ بھگوانو
سنمو کھ روزِت سُو ونانو
ژٕرت ویمرشہ دِفت مانہ بھگوانو

# لیلائی گُوپیاں سنیتا ماتاجی

سَدکے اُوسکو بلاوٗ سَدکے سَدکے
سِدکے اُوسکو بُلاوٗ سدکے سدکے
اُودہ رام نام بو لاوٗں ۔
سمجھونگا گل میں پاوٗں گا گل میں
پرچاہوں کیو زنکہ وس ند میں 〃
تپ زف یم نیم ورت یہی ہے
مایا کیا تم کو اوس دیہہ کا چھڑکے
کال دیکھوں کِس کو لیوے بدکے 〃
کم کرنے سے کم کا جا میٹی
تم نے اچھا مانا من کا مایا
چھوڑ دے کا یا مُہوہ مایا مدکے 〃
ست بات کا کچھ جانتا ناہی

کیا آنا تدکے مرجانا جدکے
اید پوری میں جنمال پاوٗں
ناشتنہ ناش نوند آٹھ بِدکے 〃
موتی گنتانہ وچاروں دی جل میں
چاروں ویدوں کا ارتھ یہی ہے
چھوڑ دے کا با اپنی ست گورکے پدکے 〃
ماتا پِتا پوتر دیکا چھڑ دے
تم ناہو راجا تم کو آجا میٹی
کنُون گٹ میں گٹلی دوکے 〃
تان ماہی اید پُور یکو پایا
چل گئی جنمال تاڑی ژنتا ناہی
یاونہ پاونہ پرمانند وردکے

سَدکے بلاوٗ اوسکو سَدکے سَدکے

# لیلا جسودا ماتا بسوئے شامہ سُندر

لالو لالو بالہ گوٗ پالو

کرہ یو ژٕی کژہ پُوشں مالو

